# راژٕ تہٕ رٲنؠ

تصنیف:

رابندرناتھ ٹیگور

ترجمہ: امین کامل

ٹیگور صدسالہ جشن کمیٹی

۱۹۶۱ء

ناشِر : سیکریٹری ٹیگور جشن کمیٹی

کاتِب : قاضی محمد حسین خانیاری

أکم چھاپ: ۱۹۶۱ء

تیداد: اکھ ساس

چھاپ خانہ : برزکاز پریس، سرینگر

# پٔرنہٕ برونٛہہ

"راژہ تہٕ رأنی" چھُ رابندر ناتھ ٹیگور سُند اکھ جان ڈراما گنزراونہٕ یوان۔ اَمیُک پلاٹ چھُ کشیرِ سیتؠ تعلق تھاوان، یمہٕ کِنؠ "ٹیگور صد سالہ جشن کمیٹی" اَتھ کأشری پأٹھی ترجمہ کرہ ناونُک ظوٗن پیوٚو۔ ترجمہ کرنہٕ کھأترٕ آسُس بہٕ تیارٕ۔ میٚ کٔر پننہِ کنہِ پوٗرٕ کوشش زِ کأشرِس اندر تہٕ گوٚژھ اَتھ سوٗی فضا تہٕ اثر روزُن یُس انگریزی ہس اندر چھُس، یمہٕ پتہٕ میٚہ اَتھ کأشُر جامہٕ وٚول۔

بہٕ چھُس "ٹیگور صد سالہ جشن کمیٹی" ہٕندِس صدر شری یوراج کرن سنگھ تہٕ سیکرٹری مرزا کمال الدین صابُن سیٹھا شکر گذار زِ تِمو دِیُت ترجمس تہٕ اَمِچ چھاپہٕ اندر خاص دلچسپی۔ امہٕ ورأی چھُس بہٕ تمہٕ شیرہ ژالرے جماعتہٕ ہُند تہٕ احسان مند یمَو وارِیاہ رٔتؠ مشورہ دِتھ یہٕ ترجمہ زودار بناونس اندر میٚہ اَتھ رٲٹ کوٚر۔

امین کامل

سری نگر، اکم مارچ ۱۹۶۱ء

# کِردار نامہ

وِکرم . . . . ہُندستانُک اکھ مہراج

سُمترا . . . . وِکرمس سٕنز رانۍ

دیوِدت . . . . وِکرمُن برٛہمن دوس

وزیر

سپہ سالار

چندرسین . . . . سمتراے ہُند بوٗے

ریوتی . . . . چندرسینٕنۍ زنان

شنکر . . . . کمارسینُن نوکر

امارو . . . . اکھ پہاڑی سردار

اِلا . . . . امارو سٕنز کوٗر

——— تہٕ بیٛہ کیٛنہہ زٔن

# أکم اَنگ

(شاہی محلُک باغ ۔ راجہ وِکرم تہٕ سُمترا رانی)

وِکرم

میانہٕ لولہ، ژٕ یہٕ کیا زہ لوگُت یُوت کال میہٕ نِشہٕ بلیس؟

سُمترا

میانہ راجہ، ژٕ چھُکھنا زانان زہ بہٕ چھُس رُمہ رُمہ چیانی، ادہ یتہِ نس آسہٕ تہٕ نس ۔ ہرگاہ چیأنی گھرن تہٕ گھرہ چیوٚ کامیوٚ ژٕ یہٕ نِشہٕ، ینیچ محل وٕژم نہٕ ژٕ یہٕ نِشہٕ کینہہ دُور تہٕ آسہس نہٕ کرمژ۔

وِکرم

بلایہ گھرس تہٕ گھرہ چیٚن کامیٚن ۔ میون دِل ہیکی نہٕ ژٕ یہٕ میانہٕ دُنیاہہ کھأترہ فرصت دِتھ ۔ میہٕ چھُ بیتھ دُنیہک اَذر وٚون لوان

## سمترا

نہ، میانہِ راجہ! یدوے بہٕ چیانہ رِچ دلبند چھس، چیانہ دُنیاہِچ تہِ چھس رأنی

## وکرم

افسوس۔ تمِ بےٚ لاگ شادہِ ہنٛدی دوہ کوٚت گیہٕ یلہِ اَسہِ پانہٕ دأنی محبٚت سپزاو۔ یلہِ ہٕ سانیو دُنیاہو کلہِ اُسی گنٛڈِتھ متیہِ۔ سانہٕ دھلکہِ پرٛاگانک وہ شلن اوس سانیو دلو منٛزی خاموشی اندر زوتان۔ چیانیٚن اچھر والن پیٚٹھ اوس تیتہٕ تھ ماری موٚند حیا، زنتہ پوشہ نرگس پیٚٹھہٕ شبنم قطرہ اوس پرٛ زلان۔ چیانیٚن وُٹھن پیٚٹھ اوس تِتھہ پأٹھی اسُن ژھایہ گتی کران، زنتہ ہواوس منٛز پھرکیہ وٕون ژونگ پزکہِ اوس گڈان۔ مےٚ چھُ چیانہٕ لولک سہ بےٚ تاب نالہِ موٚت وُنہِ تہِ یاد یلہِ گاش پھولنہٕ ورِزہ اَسہِ جدا پیٚاد سپدن۔ تمِ چیانٛی سوٚتی پأری چھم ژیٚتیس، یم ژہ بےٚ مال پأٹھی تراوان آسکھ، تہ مےٚ نِشہ جدا گژھن اوسُوی نہٕ وہ نادہ پوان۔ تمہِ وِزہ کتہ اوس گھرہ،

گھرہ چھہ کامہٕ تہٕ دُنیاہک بیہٕ غم تہٕ پریشانٔی؟

سمترا

مگر تِم اَسی ساہنہٕ شُری لاژِی ہُندٕ دوہ۔ اَز چھہٕ اَسی

راژہ تہٕ رأنی

وکرم

راژہ تہٕ رأنی؟ ہو نہٕ۔ محض ناد۔ اَسی چھہٕ تِمہٕ اَکُن تہٕ

کینہہ۔ اَسی چھہٕ عاشق معشوق۔

سمترا

ژٕہ چھکھ میوٗن راجہ تہٕ میوٗن خاوند۔ میأنی کأم

چھہٕ ژٕ ییٚہ پتہٕ پتہٕ یکُن۔ میٚہ مَتہٕ کرہٕ تہٕ پننہٕ راجیتیوک

ھوُر بنأوِتھ شرمندہ۔

وکرم

ژٕہ چھکھ نا میون محبّت یژھان؟

سمترا

یُنٕ محبّت حدَس اندر رُٹِھنی کرہٕ تہٕ میٚہ پوٚز محبّت نکیازہ

پژر چھُ سِتنرس

وِکرَم

بُہ وۄنُس یُہ زنانہٕ ہٕنٛدِس دِلَس کُن تہٕ۔

سمترا

مہٲنہٕ راجہ، ہرگاہ ژٕہ اَسراف لاگِتھ یِنٕ سورُوی کیہنہٕ
میٚہ وَنِکھ، بُہ گژھہ ہُمہ ہیمہ نشہٕ تہٕ محرُوم

وکرم

لولٕری، ژھریٚو لفظو مَنٛزٕ یِنٛزٕ یُہ کیہنہٕ تہٕ۔ جانادارن ہٕنٛدیٚن
آلیٚن منٛزٕ چھُ محبتُک سوٚت سعو۔ وُٹھن دِہ وُٹھن ہشر
رٲچھ کرِتہٕ تہٕ لفظن دِیچھ ہنا ہیٚن دَم

(حاضرباش اژان)

حاضرباش

مہاراج۔ حکومت کِس کتھہ تام اَہم مامَلس پیٚٹھ کتھہ باتھ کرنہٕ چھ
چھُ وزیر اجازت یژھان

وکرم

نہٕ، وُنی کیٚن نہٕ

(حاضرباش نیران)

سمترا

مہراج، بیٚہ دِیوٗس

وکرم

حکومت تہٕ تمسکی مالہٕ ہیکن پرأرِتھ، مگر فرعٔنکی یِم مأری مُنڈی ساتھ چھ سیٹھا کم بدٔس لِوان۔ یِم چھ گُلن ہنٛدی پأٹھی برٕہ گژھان۔ تۅہہ پننہٕ ذمہٕ وأری مُلتوی کرنی تہٕ چھ ذمہ وأری ہنٛدوی حِصہٕ

سمترا

مہراج، بہٕ چھس سو پادن بیٛوان، یُنہٕ کامہٕ دِنیو تَن

وکرم

بہٕ تِ، سنگدل زنان! ژٕ ییٚہ چھیہٕ خیال بہٕ چھُس ہمیشہ جیون بےمأل محبت زینیہٕ کھأترٕ ژٕ ییٚہ پتھ مران، قطرٕ قطرٕ باپتھ کرلیشان؟ بیٚہ ژٕی بہٕ دراس۔ (نیران)

(راجہ سُند برہمن دوس دلیوت اژان)

سمترا

میٛہ گۅژھ وَنُن، یہٕ کیٛہ تھ ستور چھُ نیٛرِی کنہٕ گژھان۔

دیودت

یہ شورہ؟ حکم گرِیوم، ئہ بیہہ ناوِہ یہ بوچھ ہوٚت تہ افلاس زُد شور سپاہن ہُندہ ذریعہ۔

سمترا

ہنٛدِل مہ کرُم، سیٚدی وَن قصہٕ کیاہ چھُ سپد مُت؟

دیودت

قصہٕ نہٕ کینہہ تہ۔ یہ چھُ محض بوچھ۔ کمینگی پیٚٹھ واتِتھ افلاسِچ بوچھ۔ ڈراگہٕ لدٕ وحشی ین ہنٛز ہُنگاہ اکھ پنٛنِ گِنز شور لاگتھ شاہی محلہ کیٚن نِندرِہتیٚن پوشِہ نولن کھوژہ ناوان۔

سمترا

مگر مالِہ، یِم بوچھ ہتی کم چھہٕ؟

دیودت

یہ چھہ یمَن پنٛنِ بدقسمتی۔ راجہ سندیٚن یمن مُفلس رعیّتن گوو ارِ یاہ کال اَمِہ ژوچہ پیٚٹھ کشالہ کران۔ مگر یِم چھینہ دُہِہ تہ مکمّل فاقہٕ گی اندر مائہر سپدی متی۔ گاڈزاہ چیر آنی ہنٛز

کنتھ چھہ۔

سمترا

مگر مالہِ کھاہ ہے پتہٕ فصلہٕ سیتی شولان چھہِ۔ راجہ ہندِ رعیت کیاہ زہ مرٕنہ بو چھہِ بو چھ کران۔

دیودت

فصل چھہ تسندِ لیپنز زمین چھہَ۔ یہ ما چھہ عزیزن کیوٚتھ۔ یم چھہ کوٚنہ اندر موٚژتھ راجہ سندس واژہ والس ہوٚنیٚن ہندی پاٹھی اُچھ کرِی گرِی وُچھان۔ اٚڈہ یا ژھیٚٹھی پھلی یا لورہ کھیٚنہٕ کھاٗترہ۔

سمترا

امیُوک معنہ چھا زہ یتھ ملکس اندر چھُنہٕ کانہٕ راجے؟

دیودت

کیاٚزِ چھُنہٕ، اکھ ترآوِتھ چھہ ہتھ

سمترا

راجہ ہندی حاکمِ چھناٚ حالاتن نظر گذر تھاوان۔

دیودت

تہُندیٚن حاکمن کُس ہیٚکہِ راہ کھاٗرِتھ؟ تم آیہ پرٕ ملکہ بیٚٹھ

ژھری اَتھ گلوان گلوان یوتم چھا راجہ ہندین رعیتن چھینو اَتھو دُعایہ خاطر کرنہ کھاترہ آمتی؟

سمترا

پرملکہ بیٹھ؟ کیا تم چھا میانی آوا شناو؟

دیودت

بے شک، مہرآنی

سمترا

جے سین کیُتھ چھُ

دیودت

سہ چھُ سنگرٹھ کس پرگنس بیٹھ تمہ ژتہ انداہ حکومت کران زہ اناجہ تہ پوشاکہ ژنگی یہ کینژھا گند غلاظت اَس سو تھاون ڈوتھ. وہ فی چھ لکن صرف کراٹزہ تہ ژمی آز پتھ گن روزمژ

سمترا

اچھا تہ شلاہ کیاہ کران؟

دیوٗدت

سُہ چھُ تجارتَس پیٹھ نظر گذُر تھاوان۔ سُہ چھُ تجارت پیٹھن زایِد نفعکہٕ بارہٕ نِشہِ لوٗٹ راوان، تہٕ سُہ بار چھُ پینین کھلین شانن پیٹھ تلان

سُمترا

تہٕ اجیت؟

دیوٗدت

سُہ چھُ وچھے کوٹہٕ روزان۔ بٔڈہٕ مزہٕ دار پاٹھی اَسان اَسان زمینس شانن اَتھ ڈالان، تہٕ یہٕ کینژھا اَتھہٕ یتی سارٕ ان چھُ، تہٕ چھُ بٔڈہٕ یحتیاطہٕ سان جمع کران۔

سُمترا

کاژاہ مندچھ چھُ۔ میٚہٕ پزہٕ پننہٕ مالنی ہلکچ یہِ گنڈہٕ ہٹاوِتھ لوٗک بچاوِنی۔ مہراج چھُ ہُہ کیا یِوان، ژٕہ نیر ووٗنی۔

(دیوٗدت نیران تہٕ راجہ اژان)

بُہٕ چھس پینین لوکن ہنز ماج، بُہ ہیکہ نہٕ تہند وٕدُن روٗن ژاکتھ۔ میٚانہٕ راجہٕ، لوکھ بچاوِکھ

وکرم

بۓ کیاہ ہیو گژھ کرن، ژہ وَن؟

سمترا

یم مُلکس پیٹھ ظُلم چھ کران، تم ژ ہنک پننہ سلطنتہ منزٕ نیبر کڈِتھ۔

وکرم

ژییہ چھیہ کینہہ خبر تم کم چھ؟

سمترا

اوہ، میہ چھ خبر

وکرم

تم چھی ژییہ پننی ینٛد باندو

سمترا

تم چھنہ میہ لوکن ہندہ کھوتہ پننی کینہہ تہ۔ تم چھ محض تھپل ژُدر، یم چیانہ تختک سایہ رٹِتھ پننی شکار چھ ژھاران۔

وکرم

تم چھ سیٖن بتلانہ اچھین۔

سمترا

یہٕ ملک گژھ تہندِ وجوٗدہٕ نِشہٕ نجات لبُن

وکرم

تم ہیٛرن ہٕ لَڑٲیہِ رٲوس کیتھنہٕ تہٕ

سمترا

ہیٛرن ہٕ، تہٕ لَڑٕتھ کڈٕکھ

وکرم

تِمَن سیتیٖ لڑا؟ مگر گوڑٕ زیٛتھہٕ بہٕ ژٕہ، اَدہٕ ہیٛیہِ میٛہٕ دُشمن رام کرنَس فُرصت۔

سمترا

مہراج، ژٕہ دِہ میٛہٕ پننہِ راۓ اِجازت۔ بہٕ بچاوکھ ییٛٲنۍ رعیّت پانے۔ (ہیٛران)

وکرم

یہٕ چھکھ ژٕہ میٛہٕ کتٕر ٲنان۔ ژٕہ چھک پننِس بُڈمِی ہندِس تھٔزرس پیٛٹھ کُنۍ زٕنۍ بہت، لوٗر ہٕ بہٕ پلان چھُس۔ ژٕہ چھک پننِس دَییِس کُن دوران تہٕ بہٕ چھُس ژیٛیہٕ پتھ لاران۔

(دیوِدت اژان)

## دیوِدت

مہراج، تۄہیٚ کیاژہ کُنہٕ ژٲنۍ؟ مہرٲنۍ کتہٕ چھےٚ؟

## وکرم

برٛیٚہمنہٕ! یہِ چھُ ساری چیانۍ سازش۔ ژہ چھُک راجہٕ خبرہ ہیٚتھ یور لوان تہٕ مہرانہٕ بوزہ ناوان۔

## دیوِدت

سلطنت چھہ کریکہ دِی دِی ینِنہٕ خبرہ پانَے را نہٕ تام واتہٕ ناوان۔ حالات چھہ تتھ حدس تام واتی مِتی ژہ تمہٕ چھِنہٕ چیانس آرامس خلل گژھنس کھوژان مہراج ژہ مہٕ کھوژ میٚہ۔ بہٕ چھُس مہرانہٕ پننہٕ برٛیٚہمہ ناژہُند دکھنا ہیٚنہٕ آمُت۔ تکیازہ میٚہ چھُ زنان ناراض، لیجہٕ چھُس نہٕ ونے تہٕ گرس اندر چھُ واریاہ بُڈ بوچھِ بوچھ کران۔ (زنیران)

## وکرم

بہٕ چھُس پننیٚن رعیتن خوشحٲلی کانچھان۔ تمن ہیتھ کیازہ

سپاہ نا انصافی تہٕ ظُلم؟ طاقتور کیا زہ روزہ کمزورن ہٕنزن آسائشن زاگان، معمولی معمولی آسائشن؟

(وزیراں)

میانہِ سلطنتہِ منزٕ ژھٕنگ ساری غاڈ ملکی تھپل ژور ہمی دم کڈِتھ۔ بہٕ گژھہ نہٕ یتہِ یُور مظلومن ہنزٕ کریکہ کُنہِ دوہہ تہِ بوزن۔

وزیر

مگر مہراج یتھ بیمارہ وارِیاہ کال مُول گیہِ رٹان، سو چھ وونی اکِس دوہس اندر گالنہِ سیٹھاہ مُشکل۔

وکرم

ہرگاہ ہٕنٛدس وری لیس تہِ کُنہ کلی مُول آسن دِتی مِتی، طاقتہ سانے گوڈس ژٕھ دِموس بر ونٛز تہِ لگیس نہٕ پتھر پنٛنس۔

وزیر

مگر اَسہِ چھ سلح سامان تہٕ سپاہن ہنٛز ضرورت

وکرم

میون سِپہ سالار کتہِ چھُ؟

وزیر

سُہ چھُ پانہٕ غاَرٕ ملکی مہاراج ؟

وکرم

تیٚلہِ اَنکھ بو چھِ ہتی لوٗ کھ۔ مِیانیٚن خزانَن مُنٛزٕ ریٖرٕ۔ شوٗرِتھہٕ دِہ غلّہ بُتھِہ ؟ تِمن بَرٕ دیٚیارٕہ ہٲلم۔ ہرگاہ تِمَن میٚون راج تہٕ ضرورت آسِہ، سُہ تہٕ نیٚین اَمنہٕ سان تہٕ خوش روٗزِن۔ (ایران)

(سمترا تہٕ دیودت اژان)

وزیر

بہٕ چھُس آداب بجا انان، مہاراَزٕ

سمترا

اَسی ہیکو نہٕ اِفلاسس بٔنٛیِس ملکس اندر ڈیٚج رٕزتھ آوِتھ

وزیر

تُہنٛد کیا حکم چھُہ، مہارانی

سمترا

مِیانہِ طرفہٕ گژھِن ساری سَردارہِ ہم غاَرٕ ملکی چھِہ ناد دِتھ اَنِنہٕ

وزیر

میٚہ چھ برٛونٛہٹھی یہٕ کتھ کرٕہٕژ۔ مہراجہ یشٕدٕ طرفہٕ چھ میٚہ تمِن رازدانہٕ اندرٕ یٚنٛچ دعوت دِژٕمٕژ، حالانکہ میٚہ آس نہٕ اَمِچ منظوٗرِی مہراجس ہیٚنٛژٕ ہٕژ، صِرف اَدٕ موٚکھ زہ جٔرسہ مانہٕ تِیاّ؟

سمترا

ژیٚہ کرٕ سوٗزُتھ تمِن ناد؟

وزیر

دوٚنی ہیوٚتُن رتھ نزدیک گژھُن، تہٕ ژھُس یہٕ یٚتھ ساعتہٕ تہندس جوابس پرٛاران، مگر ہٮ۪نٛہٕ جایہٕ چھُم نٔنٛک زہٕ تمِ دِن رِیاّ کانٛہہ جواب۔

سمترا

کیاّہ مہراجہ ہٕندِس بلاوس تہِ دِنِ ناجواب؟

دلیودت

مہراج چھُ اَکھ بٔے پژٔھ شوٚقٕے بنیوٚمُت، یَتھ پیٚٹھ تمِ پژھ کرُن یا نہٕ کرُن، یہِ چھَ تہٕنٛز مرضی

سمترا

تھٕندِہ کھاںٹرہ نھاو سپاہ تیار۔ میانٛی آشناو آسنہٕ کنی چھُہ تمِن میہٕ نِشہ جواب دیُون

(وزیرہ بیران)

دیودت

تم ین نہٕ ہر گز تہٕ، مہرانٛی۔

سمترا

تیلہٕ کرہ مہراج تمِن سیتی جنگ۔

دیودت

مہراج کرِہ نہٕ ہر گز تہٕ جنگ۔

سمترا

سہٕ کرِہ نہٕ، بہٕ کرہ

دیودت

ژہٕ کرِہ کھ؟

سمترا

بہٕ گژھہ پننس بٲلیس، کشیرہ ہٕندِس راجہٕ، کُمار سینس نِشہٕ۔

تس نشہ مدد اُنھہ کرہ یمن باغی سرداران ہسیتی جنگ، یموٚ کشیرہ ہنٛد ناو منٛز چھوٚد۔ ژہ کر میہ یہ ملکہ منٛزہ ژٕلنس اَتھہ رٕٹ۔ ہرگاہ حالات زیادہ خراب گیہ، ژہ گژھہ نہ پنن فرض پوٗرہ

## دلاوت

لوکن ہنٛز مہربان ماج، یہ سر چھ ژ یہ ہرد نھہ کنہ نمان

(دیران)

(وکرم اژان)

## وکرم

ژہ کیا زہ ذرا یک میائی ماری؟ ژ یہ چھوی مولوم چیاہ با پنٕنھہ کوتاہ الترپشہ چھس بہ کران؟ توے ما چھک ژہ میہ بچہ نظرہ وچھان تہ میہ نشہ دوٗر ژلان۔

## سمترا

بہ چھس چیائلبن تنھہ دِلس کنہ زنی چھاوکس مندچھان، یتھہ پنٕنھہ سارہنی لوکن ہنٛد حق چھہ۔

وکرم

یہ چھا اَدہ پوٚز ژٕہ چھک ہُنٛدِس مدہوش کرٕہ وٕنِس تھٲزِس
پٔتھ بہت تہٕ بہٕ چھس لَرِتھ تہٕ ہیٚنٛزِہ اندر پانٕ لیکھوان؟
ژیٚہ رُوزی نے خبر ژٕہ میہ چھ ہُنٛدین طاقتن ہیٚنٛز پتہٕ؟
میانِس طبیعتس اندر چھُ سُہ زوٗر یُس نہٕ رام گژھتہٕ یُس میہ
چیانِس محبتس اندر تبدیل چھُ کوٗرمت

سمترا

میہ کرِد نفرت مہراج، نفرت کرٕ یوٚم۔ میہ منشی رآوِد۔ تٔہ
ہیٚکہٕ یہٕ سوٗروی کیہہ اسان اسان ژاٰلِتھ، مگر ہٕنٛزٕ مردانگی
مَتہٕ کرِی توٚ اکِس زنانہٕ ہُنٛدِس حُسنس پٔتھ بربادٕ

وکرم

یوٗت محبت آسِتھ تیا یتھ غفلت؟ چیٚون یہٕ تغوفُل چھُ
میانِہ دِلُک لول رُتہٕ سٔری کران۔ یہٕ ژٕ رِتھ تہٕ چھک
ژٕہ اَتھ لَرِتھ ہیتی پلہٕ ناداَن

سمترا

میانِہ لولہٕ، یہٕ چھُ سے پادن پیٚوان۔ ژیٚہ کرِتھ نا پننہٕ

رانہٕ گانٛباہہ پھرہ خطا ناپھ؟ پتھ کیا زٕہ اَدہ یہِ غضب یلہ یہٕ محض بےٚ خطا چھس؟

وکرم

میانہِ لولہٕ دوتھ میانِس دِلس نزدیک ودلہٕ۔ نینیٖن نزیٖن بناو ہشرہٕ، ہہ نرادمیہٕ نالی تہٕ اکہ ثرنزہ کھاتہٕ کرن یہ میانی زندگی ناسوا نشہ بے نیاز۔

نیبری گژھ اکھ آواز

مہراجہ، جی

سمترا

یہِ چھہٕ دیودت۔ ہیوسا کیا شینچھ اُنھتھ؟

(دیودت اژان)

دیودت

سانین صوبن اندر یمو یرٕ ملکی حکمرانو مون نہٕ مہراجنٛہ نند ناد۔ تمو ہیتر لغاوتچ تیاٹری کرٕنی۔

سمترا

مہراج، لوٗزان چھوا؟

وِکرَم

برٛہمن ! شاہی باغ چھُہ دربارِ خاص یتہِ مشورہ چھہ سپدان۔

دٟیو دت

مہراج چھُہ مشکلہ ہنی دربارِ خاصس اندر سمکھان، تِکیازِ سُہ چھُہ شاہی باغ۔

سمترا

مہراجہ تُہندِس دستر خانس پیٹھ بلن والی یم بدبخت ہُوِنہ لگیاہ پننس خاص خاصس خلاف ٹاوں کرہٕ ہکی خاب وُچھینہ؟ مہراج وُنِی کیٛن چھا دربارِ خاصس اندر مشورہ کرہٕ نک موقعہ؟ تو ہہ برٛونہہ کنہ چھینا وَتھ صاف؟ یُس فوج ہیٛتھ نیرِیو تہٕ یم بدبخت گژھِو کھتم

وِکرَم

مگر سون سپہ سالار تہٕ چھُہ پرٛ ٹلکی۔

سُمترا

پانہٕ گژھِیو مہراج۔

وکرم

ژیۄتہٕ چھُ سَے بہٕ کٔھران؟ بہٕ چھُس ساچیابہٕ وَتہٕ ہنٛد کوٗنڈ، اکھ یچھ خاب؟ بہٕ ہیٚرہٕ ہٕنہٕ اکھ قدم تہٕ پَتہٕ پیٚتھ۔ ہرگز تہٕ ہٕنہٕ۔ بہٕ کرٕہ تمَن صُلحکی شَرط پیش۔ اَمہٕ سارِی مُصیبتک کُس چھُ ذمہٕ وار؟ یہ برٛہمَن تہٕ ژٕہ زنان۔ تۆ ہہ کرٕہ اکِس نِندرِ ہتِس سرفس داَج منٛزٕ ہشیار کرٕنچ سازِش۔ یمَن ہٕنہٕ پنٕنِس پانَس حفاظت کرٕہ نَک طاقت چھُ آسان۔ تِمے چھِ پنٕنِ مُصیبت پانٛدِ کرٕنس منٛز لاپرواہ آسان۔

سمترا

افسوس، بدقسمت مُلک تہٕ بدقسمت زناہٕنہٕ یُس یمہٕ مُلکچ رانی چھ۔

وکرم

ژٕہ کوٚت دٕرایکھ؟

سمترا

بہٕ ترادٕھ ژٕہ

### وکرم

میٚہ ترا و کھ ؟

### سمترا

اَہہ، ژٕ ییرہ مۄن باغیَن سیتی جنگ کرنہٕ

### وکرم

ہٕ چھا اکھ زنان میٚہ طعنہٕ دِوان۔

### سمترا

ژٕ چھُہ سے الوِداع کران۔

### وکرم

ژہ ہیٚکک نہٕ میٚہ ترأوِتھ۔

### سمترا

ژٕ ہیکہ نہٕ ژ بیٚہ سیتی رُوزِتھ تکیازِ ژ بیٚہ منز چھِ کمزوری یِوان۔

### وکرم

گژھ ییرِ مغرور زنان۔ میانہِ زلیٚہ لُوزکھ نہٕ ژہٕ واپس پھیرِتھ بیہٕ یُتھ نہٕ میٚہ نِشہِ کُنہ مدِچ آش تھاوک۔

راءزیران

دیوٗدت

مہراج، توٚہۍ دِیوٗت وا اَمِس کُنی زَنہٕ گرٕ ژھۄنہٕ ؟

وِکرَم

یہِ گَژھہٕ نہٕ کُن تہٕ۔ میہ چھُنہٕ یقین اَمِہ کیٛا وۄن پوٚز

دیوٗدت

میوٚن خیال چھُ، یہٕ چھِ ہیٚنہٕ کَتھِ ہیٚبِٹھ ڈیٛٹھ

وِکرَم

یہٕ چھُ صِرف زَنانہٕ مکر، میہ کھوٗژہ ناوان تہٕ ژھالان یہٕ
گوٚژھس کینژھا کرُن۔ میہ چھُ اَسنٕہٕیم طریقہٕ کھران اَمِس
گَژھہ فِکرِہ ترُن زِہ یہٕ ہیٚکہ نہٕ میاٰنِس محبتس ہیٚتی
گِندِتھ۔ یہٕ کھیٚیہٕ اَتھ ہیٚبِٹھ اَفسوٗس۔ میانہٕ باَجی یاژہ
آخرہٕ تہٕ ہیٚیا میہ یہٕ سبق ہیٚچھنوی زِہ محبّت چھُنہٕ
راجہ ہیٚنٛدِہ کھاَنژہ۔ سہٕ تہٕ کَس نِشہٕ ہیٚچھ ؟ تَس زنانہٕ
نِشہٕ یُس ہٕ ہیٚنہٕ زوالکی یاٗٹھی محبّت چھُس کران۔
دیوٗدت ژہ چھُکھ لوٗکچارہ پانہٕ ہیٚبِٹھ میہ ہیٚتی ژھینیوٗمت
ژہ مُشی راد، اکہ بر ژنہ کھاٗترے سہی، زِہ ہٕ چھُس راجہٕ۔

ژِہ کرِنہٕ محسوس زِہ میٲنِس سیٖنَس اندر تہٕ چھُ السانہٕ سٕنٛد دِل، یُس دَگ دُود تہٕ چھُ زانان

دیوٕدت

میٲنہٕ بٲجہِ یارِہ، میوٚن یہِ دِل چھُوی آیٖت یہِ چھُہٕ چیاٖنِس محبّت ہِی اوت تَن دار بلکہِ چیاٖنہٕ تَرکھ شرأرٔتہٕ

وِکرم

تیلہِ کیاِزِہ چھُہَن ژِہ میاٖنہٕ لرِہ کُن بلایہٕ ہِنگہِ نادان؟

دیوٕدت

چیاٖنہٕ لرِہ آسن ریٖتھہ ہیٚرہٚر میٚہ کوٚرکھ کرنکھ دِتھ ہِشارٕ یہٕ کھوٚ تمہٕ تقصیر؟

وِکرم

فائدہ ہِشار گژھنہٕ منژِہ؟ یلہِ یر یِتھ کیٖتھہ محض خاب چھُہ، میٚہ تہٕ دِتنہٕ ییٚنِز لوکٹ موکٹ خابہٕ ہَن ہرہ کرِہ نہٕ، ہرگاہ زن بہٕ ژٕ سرتھ ہیٚکن، اَدہ مرہ بٲز پیتہٕ پاٖنژاہہ وہری کَس آسَن وٕنی کیٚنٛہکی دوکھ یاسوکھ یادہ؟ دیوٕدن، ژِہ ینہٕ میٚہ دِہ ییٚرس اکِس دوکھن ہُند

کُنیرٗ چھا ونہٕ۔

(اکھ درباری اژان لیس پرٛلکی چھُ)

درباری

مہراج، أسی چھ تۅہہِ نِشہِ انصاف یژھان۔ أسی ہم تھہٕندِس یتھ ملکس اندر مہرانہٕ سیتی آمتی چھ۔

وکرم

کمیُوک انصاف؟

درباری

اَسہِ بۅزٕ مہراج زہ تۅہہِ نِشہِ چھِ اَسہِ خلاف اَکھ الزام لوان لاگنہٕ، صِرف اَتھ موکھ زہٕ أسی چھِ پرٛ ملکی۔

وکرم

کیاٗ جٕبر تمِ الزام کیاہ آسن پنہٕ ژٕنہٕ؟ بہرحال یُوت تام میہٕ تۅہہِ بیٚیٹھ پرٛژھ چھ تۅہہِ کرٕ لۅنا دم؟ میہٕ چھا زۅہہ تہٕ انہٕ تام تۅہہِ بیٚیٹھ رژھ تہٕ تنگ کوٚرمُت، تہٕ ننگ لیُس زِن بُرٕ دِلَن ہندِس دٕ دُرٕ دِلس منز کھوژہٕ کمیٚین ہندی پادھی پلان چھُ۔ بہٕ چھُس پنہٕ لباوتس کھوژان۔ بہٕ ہیٚکہ تتھ کھوٚسُن

تل بُڑ و کُس کڈھتھ۔ کھوژان چھُس زِہ میہٕ اندر گوژھہٕ پہٕ لھنڈر پأژہ سپدُن۔ ژِہ ہیٚکک دوفی گژھِت۔ (دربأرِ نیران)

(وزیرتہٕ دیوٚدت اژان)

وزیر

مہراج، مہرأنی ژُج شأہی محلہٕ منزٕ گرِس بیٚیھ

وکرم

کیٚا چھک وَنان؟ ژُج! شأہی محلہٕ منزا؟

وزیر

اَہ مہراج، ژُج

وکرم

ژیٚہ کیٚا زِہ رُکأوِتھ نہٕ؟

وزیر

سو ژُج ژورِہ مہراج

وکرم

اَدِہ کُمی وٕنی ژیٚہ یہ خبر؟

وزیر

مندرکی پزاری تمی وچھ سہ شاہی راز دانہ ہندہ مندرہ
بروٹھی کنی گرس بیٹھ گژھان۔

وکرم

تس سوز یوٚ بلاوہ۔

وزیر

مہراج، ونہ آسہ سہ تیژ گیٚہ تہ دور ہیٚژ سہ چھ
وٚنی ونی ڈراہِژ۔ توہی ہیکیوٚن سہ ونہ تہ والپس پھیرت

وکرم

اہم کتھ چھنہ سہ پھیرت انِنی بلکہ یہ کتھ زہ تمہ ترووس
یہ یہ ترووُلس۔ میانی سپاہ تہ قلعہ، قاد تہ شتر زدلاہ
کنہ چیزن تہ ہیوک نہ اکس زنانہ ہند لوکٹ موکٹ
دِل بند تھاوِتھ۔

وزیر

افسوس مہراج، لوکہ کتھ ییٚژ زہ پاری تھکہ کنہ دہ تلکتھ،
بیٚتھ گنہ سیلاب سوٚتھی ژٹھ سری بیٚتھ ژھٹ چھ کڈان۔

وکرم

لوکہ کیتھ، تمن ہو ژن پننہٕ زہرہٕ سیتی پانسے زیوہ۔

دلووت

گریٹھہٕ ونہٕ چھ لوکھ پننیو ماے ینٛژو شیشہ کھنجو منزی دُپہرکس اخباس کُن ملُے گنڈنک جورتھ کران۔ اے بڈہ مہراٰنی، چیاٰنی اٰنجھ غانجھ پھیرہ چانٛڈ پتہٕ چانڈ، مگر ژہ پڑیزہ لکھ کریٹھہٕ اوّ برہ منزی اخبابکہٕ لورکی پاٹھی۔

وکرم

پزٲری کہہ لوّن میہ نشہ حاضر؟

(دزیر بران)

بہ ہیکن سو ونہٕ تہٕ ژھارتھ تہٕ والیس اٰنتھ، مگر میاٰنی کام روزِ پاہ ہمیشہ پہے؟ سو گژھ میہ نشہٕ دور ہیوان تہٕ بہ گژھ تس پتہٕ حالہٕ حاران پھیران۔ مغرور زنان، گژھہٕ ژل راتس تہٕ دوہس، بے گھر، بے محبت، آرامہٕ روّس تہٕ امنہ روّس۔

(پزاری اژان

گژھ گژھ، میٚہ بوزِ سیٹھاہ کینٛہہ۔ میٚہ چھُنہٕ بسہٕ کینٛہہ دریافت کرنٕک ضرورت۔ (پُرزاری بیرن ہیٚوان)

اچھا، پھیر پوٚت۔ یہ وَنتہٕ سہ ؤتھا پوٗزا کرنہٕ مندرس پیٹھٕ بوان تہٕ اَتھی گنڈٕ عسی سہٕ پھٹان؟

## پُرزاری

نہٕ مہراج، تمہٕ روٚٹ برٛنزس کھنڈس ہینٛن گرٕ تہٕ مندرس کنٛ بُتھہٕ کرِتھ تمہٕ روٗون کلہٕ۔ پتہٕ ترووٗن وُزِ ہل ہیٚوِ گرٕ تہٕ ہینکہٕ ونِتھ تَس اوٗسا اَچھَن اندر اوٚش کیٛنہٕ نہٕ تکیاہ زہٕ مندرکِ طرفہٕ اوٗس ساسہٕ گاش زونان۔

## وکیل

تسنٛزن اَچھَن اندر اوٚش؟ کیاہ زہٕ ہیٚکِک نا تتھ کتھِ ہند تصوّر تہٕ کرِتھ۔ حد، یہ گو حد۔ زہٕ ہیٚکِک گژھت۔

(پُرزاری بیران)

میٚانہٕ بھگوانہٕ! تریٚہ چھے خبر زہٕ میٚہ بوٚسہٕ تس سیٚتی بڑی کڈسو چھہٕ پتہٕری زہٕ میٚہ پتھ نہٕ گاڈ سو۔ یہ اوٚسُس تشہٕ لولہٕ کھاہ زہٕ ہینٛن راج تہٕ پتھن سو رگ ترادلس پیٹھ

تیار۔ مگر تِم ژٕلی نہٕ میٚہ ترٛاُوتھ، سوے ژٕج۔

(وزیر اژان)

وزیر

مہراج، میٚہ کٔرکھ ژٕنی تِمَن پتہٕ گرٕیِن بێیِٹھ رَوانہٕ۔

وکرم

تِم بُلاوکھ، وَاپس۔ خاب ژوٗل، جیٛانی قاصد کیٛتہٕ ہێکِن

تِتھ ژٕٹھِتھ؟ فوجس دِہ تیار روزنہٕ نکٕ حکُم۔ بہٕ نیرٕ پانہٕ

جنگ کرنہٕ تہٕ ساری باغی ساوکھ موتچ نِندرِہ۔

وزیر

یِتھہٕ پاٹھۍ مہراجہ سُند حکُم آسِہ۔ (نیران)

وکرم

دیودتا، ژٕ کیاز رلوٗدِہ پاٹھۍ لوتی بہت؟ ژوٗرن کٕٹ

ٹکھ تہٕ ہچھِہ ہن ترٛاُوُن یتھہٕ کُن۔ بہٕ چھس یِنہٕ آزادی

وَاپس تلاُن۔ یہٕ چھُ میٚہ کیوٗتھ خوشی ہُند ساتھ۔ مگر ایٛز،

میٛانہٕ باج یارٕ، ایٛزنہٕ۔ میوٗن یہٕ کلاہ چھوٗی ایٛز۔ میٛانہٕ

دائبچہ چھوٗی اندری کِنہٕ اکھ ظالم دَود شراکہٕ وایان۔

## دیوٗت

ژریٖہ ہیپی ہٕ ووٚنی دادِہ یا محبّتہٕ کھاٗترٕ وقتی چیاٗنی زندگی ہنٕ ووٚنی مقصدٕچ اکھ کول ہیتھ فتح کرنہٕ کھاٗترٕ چیٖون دِل ہر وِزہ بٔے قرار روزِہ۔

## وکھرٕم

مگر ہٕ چھُس ہٕ وُنہِ دِلہِ کنی پوٗرٕہ پاٹھی آزاد سپُدمُت۔ میٖہ چھُ بہت زہ سو ہیٖہ میٖہ نِشہِ وِاکیس۔ تس ترٕہ جلدی فکرٕہ زہ تسندُ عاشق چھُنہٕ دُنیا۔ بلکہِ مردہ ہیند دِل چھُ زنانہِ ہندُ دُنیا۔ تس ترٕہ اَدٕہ فکرِہ تمہِ کیاٗ ... ییلہِ زن سہٕ اکھ مٔژرہ راوٕیس تہٕ میٖون سہ وکھ پہٕ بل ییلہِ سو امہِ مدٕہ وُسِتھ میٖہ نِشہِ والیس وانہٕ تہٕ مایہٕ ہُژ ہیٖیپہِ میٖہ محبّت کرُن۔ (حاضرباش اژان)

## حاضرباش

مہرانہٕ ہنز چھِٹھ چھہٕ، مہراج

(چھٹھ دِوان تہٕ ییزان)

وکرم

سو چھ برونٹھی پشیمان ۔ (چھیٹھی پران) بس، بیتوی۔
صرف زٕ سیٹھاہ زِہ ژٕ چھس پنٕنس بابس نشہٕ کشیرِ
گژھان، یُتھ تس مدد ہیتھ چیانہ ملکچ بغاوت بیہہ ناوِہ۔

یہ چھُ توہین ۔ کشیرِ ہُند مدد ؟

دیودت

ژٕہ مہ دِہ ہُرونز تہٕ تس پایند کرِنس۔ سوی گوٚس چیون انتقام

وکرم

میون انتقام ؟ تہٕ وُچھک ژٕہ پانے۔

# دوٚیِم اَنگ

(کٲشیرِ اَندر خیمہٕ ۔ وِکرم تہٕ سپہٕ سالار)

سپہٕ سالار

مہراج، گستاخی معاف، بہٕ ہیکا تُہندِ سلطنتُک مفادٕ کھٲترٕ کیٛنہہ مشورٕ دِنُک جُرأت کٔرِتھ۔

وِکرم

ژٕ ہیکک دِتھ۔

سپہٕ سالار

پنُنِس مُلکس اندر گٔیہ اَسہِ بغاوت ختم، بلکہ باغی تہٕ چھِ وُنی کیٚن تُہندی طرفہٕ لڑان۔ میٚہ چھُنہٕ فِکرِ تران کٲشیرِ بیٚیہٕ پنُن طاقت تہٕ وقت ضایہٕ کرنُک ضروُرت کیاہ اَسہِ ۔ بیٚیہٕ تہٕ یلہِ پننہٕ راز دانہٕ اندر تُہنز موجودگی چھِ وُنی کیٚن سیٹھا ضروُری؟

وِکرم

یِتھ وٲرٕ چھِ ونہٕ لڑٲی اَنٛد۔

سپہ سالار

مگر مہراجہ ہنٛدی باقی کمار سینن تُل پننہِ بپِنہ ہنٛدہ گستاخ بنٛنکُ پورہ سزا۔ تِہنٛدِس فوجس سپِز چھلہِ دور تہٕ سہ چھُ پان بچاونچہ تھیپہٕ نوان۔ تسُنٛد پیٚتر چندر سین چھُ خٲلی تختس پیٹھ بیٚہِتھ دادہ بےتاب گومُت۔ تُوہی نیٚتون سہ راجہ بناوِتھ تہٕ پیٚترِ توٚ، دیٚوِہ یہ بدقسمت ملک اَمنُک وو شوا تراوِہ۔

وِکرم

بہٕ چھُس نہٕ یِتھ سزا دِنہٕ کہ خیالہٕ بہت بلکہِ لڑایہٕ موکلاونہٕ۔ یہ لڑٲی چھَ میہ کرِتھ ترٛٲیہِ بنے مژ یترِتھ اَکِس مُصوّرس تصویر ہیٚکہ آسِتھ۔ میہ پزِہ یہ تصویر جاندار لکیرہ دِی دِی تہٕ شوخ رنٛگ بھرِی بھرِی پرٛیتھ دوہہ مکمّل بناوِنی۔ یوٚت یوٚت یہ شکل چھَ لبان، میوٚن ذیٚہن چھُ زیادے اَتھ ریسیتھ آوُر سپدان۔ یِہ پزِہ یہ شکل چھَ گرھان یہ چھیٚنن

پہِ وۄشا۔ ترٲوِتھ اَنٛدکٕن نزاوان۔ تٲٹہی چھِ صِرف مواد
یمہِ سبتی یہِ شکل چھِ لبان۔ یہِ چھُ تیٚتھی دِلکش بنٛتھ
زن پلاسٹکی ووزلی پوٚشہِ گوٚنٛڈی چھِ آسان، مَس تہٕ
خُمارہٕ ہیٚتھ، مگر پرٛیتھ کُنہِ پوٚشس چھُ پننۍ نزاکت تہٕ
پُنٛن جہار۔

## سپہ سالار

مگر مہراج، یہِ صوٗرتِ حال ہیٚکہِ نہٕ زیادہ کالس چلِتھ۔ توٚہہِ
چھِ بیہِ تہِ کیٚنٛہہ فرض تہٕ کامہِ۔ وزیر چھُ میٚیہ نِشہِ چھِ پٕتھ
شیٚچھ سوزان، زہٕ یا ترٛےٚ گروہ توٚہہِ یِتھ وچھِنس اَنٛدر مدد تہٕ
یہِ لڑٲیہِ کٲ زاہ چھہِ توٚہہِ پننہِ مُلکہ کھاترٕ نوقصان دِیہ ہ

## وکرم

یہ ہیٚکہ نہٕ دُنیاہس اَنٛدر بیہِ کیٚنٛہہ تہِ وُچھِت، صِرف یہِ
کیٚنٛہہ میانین باکمال اَتھن ہٕنٛدِ ذٔریعہٕ نوٚو پیدان چھُ۔
مُبارک چھِ شمشیرہٕ ہُنر موسیقی، مُبارک چھِ بجہِ لڑاییہِ یمہِ
اِنسانہٕ ہٕنٛدِس وچھس پارہ ہٕنٛدِ نالہ مَتِکی بَاٹھی چیر
چھِ دوان۔ سپہ سالارہٕ نیر۔ تیٚمہ چھِے بیہِ تہِ کامہِ کرنہٕ

چیأنی مشورٕ چھٕ شمشیرٕ دارٕ پیٹھ زیادٕ رٔنگ رٹان۔

(سپہ سالار نیران)

یہٕ گیہ آزأدی غلأمی ژٔج پأنی پانٔے تہٕ قأدی گو آزاد،
اِنتقام چھُ محُبت کِہ بٔے کأف شرابٕ کھوتہٕ زیادٕ طاقتوٗر
اِنتقام چھُ آزأدِی۔ محُبت کیوٚ گرٕمہٕ گرٕٛھ وَنیوٚ موٚدرِیوٚ
نالہٕ مَتیوٚ نِشہٕ آزأدی۔

(سپہ سالار اژان)

سِپہ سالار

مہراج، سٔلِس خیمس کُن چھِ اکھ ٲگی یوان، ظأہر آسہِ
صُلحُک پیغام ہیتھ آمُت، تکیازِ ہتھی یار بند سیاہ چھِس نہٕ
کینٛہہ تہٕ اردلِس۔

وکرم

جنگہٕ پتہٕ گژھِ امن آسنُی، مگر تمیُک وَکھ ووٚت نہٕ
وِنہٕ کینٛہہ تہٕ۔

سِپہ سالار

گوڈٕ وُچھو مہراج پیغام کیٛا آسہِ، پتہٕ....

وکرم

پَتہٕ تھاوو لڑائی چَلہٕ وُنی، بیٚھہٕ کٔنہٕ زن چلان چھُ

(اکھ سپاہ اژان)

مہرٲنی چھِ آمٕژ، سرکار، تۄہہٕ چھُ سمکھن یژھان۔

وکرم

ژہ کیاّ چھکھ یہ وَنان ؟

سپاہ

مہرٲنی چھِ آمٕژ، سرکار۔

وکرم

کۄسہٕ مہرٲنی ؟

سپاہ

سانی مہرٲنی سمترا چھِ آمٕژ، سرکار۔

وکرم

سپہ سالارہ گژھ وُچھ کُس چھُ آمُت،

(سپہ سالار تہٕ سپاہ نیران)

وکرم

ییٚنہٕ میہٕ کشیر لڑایہٕ ہنٛدس تشکنجس اندر چاٹر۔ یہ چھ تس ترییم لٹھ میہٕ نشہٕ ییٚنس۔ بچاٹری نخفہ چھ میہٕ ہیٚتی راوچ کوٗشش کران۔ مگر یہ لڑای چھنہٕ خاب، زہٕ اچھ کھلیٚہ تہٕ بیہ آسہ سوٗی شاہی محلک باغ، تمے لچہ شہٕ چمن ہمہ رأنی، تمہٕ ہی لولہٕ ووشن تہٕ میٚہر بأنیٚن ہنٛدی زیٛٹھی دوہ۔

نہ نہ نہ، ہرگز تہٕ نہ۔ یہ چھ میہٕ غلام بناونہٕ کھاترہ آمژ جنگہ کہ مأدانہٕ منٛزہ پننہٕ فتیح نشأنی ہیٚتھ شاہی محلہٕ کس دیٛوان خانس منٛز تھاونہٕ موکھ آمژ۔ میہٕ غلام بناوٗن گژھہ امس ترٛٹہٕ بیل اسنہٕ کھوتہٕ مُشکل۔

(اسپہ سالار اژان)

سپہ سالار

مہراج، یہ چھ پزی کٔنہ مأنی رأنی لوبہہ تو بہ سمکھن چھ یژھان۔ میہٕ چھ پہہ کتھ وٲنج تھٕینان زہٕ بہ چھس پنہ تس تو بہ نشہٕ بے وٲپہٕ ییٚنک اجازت ہیکان دِتھ۔

وکرم

کأنسہ زمانہٕ سمکھیٖنچ نہ چھ یہِ گأنٛہہ موزوٗن جائے تہٕ نہ کأنٛہہ موزوٗن وقت۔

سپہ سالار

مگر مہراج!

وکرم

نہ ہرگز نہٕ۔ میٲنیٖن پہرہ دارن وَن زِ میٲنِس خیمَس تھاوَن زبردس پہرٕ، دشمن ہنٛدہ بیہ نہٕ، اکِس زمانہٕ ہنٛدِ شرٕ۔

(سپہ سالار نیران)

(شنکر اژان)

شنکر

بہٕ چھس شنکر، راجہ کمار سیٖنن نوکر۔ ژٕ ییٚہ چھٔنس بہٕ نیٚنِس خیمَس اندر نَبد تھوِ منت۔

وکرم

میٚہ چھ خبر، بہٕ زانہھ ژٕہ۔

شنکر

چیانِ رأنی چھے ژ بیہ خیمہ نیبرٖہ کنہ پراران۔

وکرم

تس پیٹھ ببہ تہ دور رُوزتھ میہ پراران۔

شنکر

میہ چھ یہ وننہ خجالت گژھان زِ سو چھے بڈٖہ نیزمی سان ژ بیہ معافی منگنہ آمژ، یا ہرگاہ یہ کتھ آسہ نہ، تیلہ چھ چیانہ اتھ پانس پیٹھ سزا قبول کرنہ آمژ سو چھ دپان یہ سوروی کیتھہ سپد تسندی کنہ تہ سوے چھ قصوروار۔ سو چھے ژ بیہ یہ کنیژھا مقدس چھ تمیوک پاس دِتھ التجا کران زِ ژہ تراوتن دوٗنے تسند بوٗے تہ بأی سند ملک۔

وکرم

مگر بڈٖا چیون گژھ زانُن زِ یہ چھ جنگ، تس سیتی نہ تسندِس بأیس سیتی۔ میہ چھنہ اکِس زنانہ سیتی مسلہ کس نفع نقصانس پیٹھ بحث کرنہ ہنچ فرصت۔ مگر اکھ

مرد آسنہٕ کہِ لحاظہِ پزٕی ژیٖیہٕ سوٗچُن زہ یلہِ پزہ یا اپزہ
لڑآی چھُ لگان، پتہٕ چھُ مرد آسنک غرور بیٚ ونان زہ
سو گژھ انٛد واتٕنۍ۔

## شنکر

مگر مہراج، توٚہہِ چھُ خبر زہ توٚہہِ چھوہ یہِ لڑآی اُکس زنانہٕ
ہنٛزِ نجُ ہٕر، سو زنان یوٚسہٕ تہٕنٛزٕ رأنۍ چھُ؟ سوٚن راجہٕ
چھُ ژُنٛد بوے آسنہٕ کنۍ تٔہنٛدِس امٗولس مدد کران۔ بٔہ چھُ
سوٚ توٚہہِ پژٕ یژھان زہ راجگی یا مردانگی چھا اُتھی ونان زہ
اکِس گھر تنازس جنگچ نٔسکل دِنۍ، تہٕ سُہ جنگ اکِہ ملکہٕ بییِس
ملکس واتہٕ ناوُن؟

## وکرم

بڈٕا چیانٛۍ زیٚو چھُ حدہ ڈٕلن ہیٚوان۔ ژہ ہیٚنک مہرأنہٕ
ونٛتھِ زہ یلہِ ژُنٛد بوے کمارسٔین ہارمانہٕ تہٕ اسہِ بردشہہ
کنہِ ہٕتھی یار تراوِ، اَدہ ہیٚکو اُسی معافی ہُنٛدِس مُلکس پیٚٹھ
غور کٔرتھ۔

## شنکر

سُہ چھُ تیتھٕی ناممکُن یُتھہ صُبحکِس اختابس مغربہٕ کنۍ زومُلنس،

بوسہ دِیُون چھُ۔ میّون راجہ نوٚمہ رَاوہٕ نہٕ زِندٕہ زُوہ
ژھیّہ بروٚنٛہٕ ٹھ کنہِ ہرگزٕ تہِ یِنُن کلہٕ۔ تَہٕنز یٚینہٕ تہِ ہیکہٕ
نہٕ تژھہ کتھ بر داش کرٕتھ۔

وکرم

اَدٕہ تیلہِ روزِہ جنگ تہِ جارٕی۔ ژٕہ چھکھُ ناسو نچان زِہ
اَکِس حادِس واَتنتھ چھنہٕ پَتہِ بہو درٕی، بہو درِٕی روزان،
اَبلکہِ چھہِ محض بےٚ قلٕی جگر دارِٕی نبان۔ یہِ چیوٚن راجہِ ہیکہٕ نہٕ
میّہ نِشہِ بچِتھ۔ میّہ چھُ سہٕ پرٚیتھ طرفہٕ وِٚلمُت۔ تہِ
چھہِ تَس تہِ پَتہٕ۔

شنکر

تَس چھہِ تہِ بےٚ ننک پَتہٕ، مگر یتہِ چھُس خبر زِہ اکھ دسیلع
وُژھرنہٕ چھُ موجُود۔

وکرم

چیون مطلب؟

شنکر

مُطلب چھُ موٚن۔ سہٕ فتحک دَروازٕہ یِیاٚرِی سہٕ چیاٚنہٕ

اَچھ مَنزٕ ژٕلہِ۔ ئلکہِ سوٗی آسی تَسُند انتقام تہِ

(نیران)

(حاضر باش اژان)

حاضر باش

کُمار سیٖنُن پٔتر چندر سیٖن تہٕ تسٕنز زنان ریوتی چھ

باریابی یژھان

وکرم

حاضر کرہ کھ۔

(حاضر باش نیران)

(چندر سیٖن تہٕ ریوتی اژان)

وکرم

بہٕ چھُس تہٕ ہیٚرِ دو نۆنی نمسکار کران۔

چندر سیٖن

زیٚٹھ وانس آسی نے۔

ریوتی

بھگوان دِی نے فتح

چندرسین

تَسِندِ کھاٹرہ کُس سزا چھُت ژ یتھ سوچنمُت ؟

وکرم

ہرگاہ سُہ آن مانہِ، بہٕ کرس معاف۔

ریوتی

تُتھۍ ؟ بیہ ناکینٛہہ تہٕ ؟ ہرگاہ چھیکرس یہےٚ معافی موفی یِیدِ
تیلہِ کوٚہ مہ کھچھ بیٚتر تیاری سیدان ؟ راج چھنہٕ کینٛہہ
واٚلنٛجۍ شرۍ آسان تہٕ جنگ چھُنہٕ محض شرۍ گِنٛدُن۔

وکرم

میون مقصد اوس نہٕ کانٛہہ لُٹاوُن بلکہِ پنُن یزّت بحال
تھاوُن۔ یمۍ کلن تاج دِیُوت سُہ ہیٚکہ نہٕ توہین برداش
کرِتھ۔

چندرسین

معاف کرُس میانہِ گوٚبرہ، ژکیاز سُہ نہٕ چھُ واٚلنہِ کنہِ تہٕ نہٕ
عقلہِ کنہِ بالیغ۔ ژہ ہیٚکہ ہن سُہ تختہٕ نِشہ محروم کرِتھ یا
دِتہٕ دیلا یہِ لاگِتھ۔ مگر زِندگی ہنُد امان گژھیس
دیُون۔

وِکرَم

مگر میٚہ یۆژھ نہٕ زِنٛہہ تہٕ سُہ مارُن۔

ریٚوتی

تیٚلہِ کتھ پیٚٹھ یہِ فوجہِ فوج تہٕ ۂتھیارہ ہٕتھیارہ؟ ژٕہ چُھکھ سِپاہ ماران یمۆ نہٕ ژبیٚہ کانٛہہ تہٕ ازار واتہ نۆوی۔ مگر یُس سزاوار چھُہ سُہ چھُھُن تراوان؟

وِکرَم

میٚہ توٚگ نہٕ بوزُن چیوٚن مطلب کیاہ چھُ؟

چندرسیٚن

مطلب نہٕ کینٛہہ۔ یہِ چھُ کُمارسیٚنس ناراضنہٕ۔ تمی کوٚر سوٗن یہِ ملک مُصیبتس اندر گرفتار، تِکیاز ژہ چیٚانی ناراضگی ہیٚژن خاہمخا ٹلی، حالانکہ ژہ چھُکھ اسہِ سیٚٹھا نزدیک آشناو۔

وِکرَم

یَلہِ سُہ گرفتار سپدِ، تَس سیٚتی کرِہ انصاف پانے کٔنٛہہ

ریٚوتی

بہٕ چھِہ سیٚہ ژیٚمیٚہ یِہ تَتہِ آخرنہِ پنٛہٕ تہٕ ییٚہ گٔاہ گنٛزھی ژہ

اَسہِ کیاہ چھُ سہٕ ژُورہٕ ھٔتھ وُمُت۔ یہِ چھیٖ لوکھ یِم تَس سیلتھ چھی۔ تِہندِس فصلس تہٕ گامَن دِہ ژَکھ، تِم مارکھ بوچھہِ بوچھ کران، اَدٕہ وُچھ تِم کِتھہٕ پاٹھۍ کرن تَس ژٕ بیہٕ حوالہٕ۔

چندر سین

نیٖزمی، دوٚپچھے بیٖزمی کرٕ۔ گوٚبرا، شاہی محلہٕ خالس اندریکھ کُشیر چھےٚ ژٕ بیہٕ آدٕ آدس پراران۔

وِکرم

ضرور نوٚہی یکیوٚ، بہٕ تہٕ وٚوٚلس۔ (تِم دٕہ نوے چھِ ییران)

دٕہ یِمہ جُہنّمہ چھِ نارہٕ برییہٕ۔ اُکس زنانہٕ ہِنٚدِہ دِلُک طمع تہٕ نفرت۔ میٚہ وُچھ تِہندِس مُتھس پیٚٹھہٕ ٹینہٕ مُتھیچ ترامے گرامے۔ خُدا زانان، میانِس ڈیکس تہٕ چھا ترٚٹھہٕ ہیٚشہِ گیٚنہٕ، اکہِ پوشیدہ نارہٕ چھِ دَزن رِکھ؟ تِہندی پاٹھۍ چھا میانی وُٹھ تہٕ کاٚشہ قابلہ سنزہ شراکہِ ہِنٚدی پاٹھۍ کوٚنَن نِشہٕ مِلی تہٕ زاٚولی گاٚمتی؟ نہٕ، ہرگز نہٕ۔ میٚہ چھُ پُزی کِنی جنگُک امار، مگر کُنہٕ طمع یا ظلمہ کھاطرہٕ نہٕ کُنہہ تہٕ۔ امیوک نار چھُ لولہ نارکی پاٹھۍ، یتھہٕ کانہہ تہٕ خاچھُ ییٚس

نہ مۆل نٔژرے چھکاوُن زانہ، ئبُس پأنٔی پانٔس الاٚ چھُ دِوان
تہٕ یَیتھ اَتھہٕ لاگہٕ تتھہٕ پأچھ جمکہٕ ہیٚوان نتہٕ سۆر سَیدان۔
(حاضر باش اژان)

## حاضر باش

مہراج، برٛہمن دیوت چھُ سمکھُن یژھان۔

## وکرم

دیوت چھا آمُت؟ اَنِن یُورِ۔ نہ نہ، ٹھہر، میٚیہ دِہ سوچنہٕ
ہٕ زانَن سہ دارہ پأٹھۍ۔ سہ چھُ میٚیہ جنگہٕ کہٕ آدانہٕ منٛزہ واپس
کُڈنہٕ آمُت۔ برٛہمنہٕ ژ میٚیہ پرٛأٹھۍ اندرۍ اندرۍ دَرباوِک
سوٚتھۍ۔ دہ نۍ یِلہٕ آبن ژھٹ کڈٕ ژہٕ چھک بڈٕہ موسوم پأٹھۍ
پرارُتھا کران ژہٕ یہٕ گوٚژھہ میانِس زمینس سگہٕ ہَن دِتھہٕ ژھوکُن
تہٕ ہمُن۔ کیاٚ یہٕ روزِ یا تُہنٛزن کرین ڈٕبہٕ ڈاس تہٕ مُلکس تباہ
کرنہٕ درأی؟ خونخارہ یُنٛز خوشی چھےٚ اَنٕی آسان۔ اَتھہٕ چھُ سیٚٹھا
کم واَلش۔ یہٕ گژھہ لوٗٹک حصہٕ جل وٹُن۔ ییٚتھہٕ کنہٕ اکھ بدمُس
ہوٚس نلاوس اَندر ہمیوش مۆلہٕ چھُ۔ انان پرأٹھۍ۔ دانا ہیٚن
ہُندی مشورہ تالہٕ ییٚٹھ، مگر یَنیٚس موٗقس پیٚٹھہٕ یلہٕ زَن

سوُرُدی طاقت ژھعہِ کہٕ۔ نہٕ ہرگزٕ ہٕ۔ میہ پَزٕہ ہٕ اُمس برٕتھمس شمکھن۔ (حاضر باش نیران)

(ترٕچھوُرک پہاڑی سَردار امارو اژان)

امارو

مہراج، بہٕ چھس تہندِ حکمہ موُجوُب آمُت۔ بہٕ چھُ سَو توہی مِنٕ راجہ تسلیم کران۔

وکرم

اچھا، ژٕہ چھُکہ یمہٕ جایہ ہنٛد سَردار؟

امارو

اوہ، مہراج، بہٕ چھس ترٕیچاژِک سردار۔ توہی چھِوٕ راجن ہنٛدی راجہ تہٕ بہٕ چھس تہنٛد اکھ خادم۔ میہ چھُ اکھ کوٗرِ یمِیُں الاٰ نَاو چھُ۔ سو چھےٚ لوُچ تہٕ تہٕ حسین تہٕ۔ ہرگاہ بہٕ وُنہ زٕہ سو چھےٚ تہنٛز رانی بنٛنس لایق بنہٕ توہہٕ کمہٕ گژھ زٕہ بہٕ چھس پننٕ بجر تھیکان۔ سو چھےٚ نیبرِ کنہٕ پراران۔ میہ دِلو اِذن بہٕ سوزن توہہٕ نشہ یمہٕ پوشہ دارِہ ہنٛز سو بہترین ڈالی۔

(نیران)

(اِلاّ ہِنٛس حاضِر باشس سیتی اژان)

وِکرم

واہ، یہٕ گیہٕ صُبحکہِ پرٛاگاتسکی پاٹھۍ ظاہر اُس برونٛہہ آسن ژوپاٹھۍ اَنہٕ گٹہٕ رات ہِش درنیٛٹھ یوان۔ سو ناہِرۍ یِکھ برونٛہہ۔ ژٕ بیہٕ نٛمتی روٗ وُتھ میٛہ جنگ تہٕ جنگک مٲدان۔ کشیرہ لوے جنگہِ کِس دیوتاہس پٔنٛنۍ بہتربن کان واٹیٚہ۔ چیانہِ سیتی چھُ میٛہ یِحساس سپدان زہ میٛانہِ اُچھ آسہِ واٹرالس اندر چیائِلس پتنس تام آوارہ پھیران۔ مگر ژٕ ہہ کیاّزہ چھک زمیٖنس کنُ اُچھ نوٛمہٕ راٲوِتھ ژھوپہٕ دَم کرِتھ ییتاوہ؟ میٛہ چھُہ چیائِنس بدنس اندر یہے داوچ ہِش ٹھتھرابہِ محسوٗس سپدان، حالانکہ داوگی نہٕ وزن چھُ یہٕ ٹھتھرایہِ ژروِرہ ٹھاوِہٕ۔

اِلاّ (لمان)

میٛہ چھُ لبُزمُت توٛہی چھوہٕ بڈۍ راجہ۔ میٛون اکھ اِلتجا کرِو توٛہۍ۔

وِکرم

ژٕ وِوتھ تھوٛد۔ یہٕ زمین چھِنہٕ اَکھ لایق زہ چیائِنۍ پادن دِیہٕ بوسہٕ۔ ژٕ ہہ کیازہ چھک کرِتھ بیٖٹھ لمان؟ بہٕ ہا یکہ چیٛون

کاشہٕ تہٕ اِلتجا پوٗرٕ کرٕتھ۔

اِلاؔ

میٲنی ماٲلی پیٚشرٲوُلس بہٕ توٚہہِ، توٚہۍ پیٚشراٲوِو میٚہ وٲپس۔ توٚہہِ
چھوٚ اٲنتھ روٚس دولت تہٕ حدٕ روٚس سلطنت۔ میٚہ ترٲوِو
لِتھ اندر تہٕ گرٕتھ ھیٚتو۔ توٚہہِ چھٕنہٕ کُنہٕ چیزٕ کمی

وِکرم

کیاہ میٚہ چھنا تِژی پاٹھی کُنہٕ چیزچ کمی؟ ژیٚہ کتھہ پاٹھۍ ماوے بہٕ
پننُ دِل؟ اکی حد گیتہٕ چھہ؟ اَچ دولت گیتہٕ چھہ؟ یہٕ چھُ
ژھوٚرُی تہٕ چھوٚلوٗی۔ کاش میٚہ آسِہے نہٕ سلطنت بلکہ صِرف ژٕہ۔

اِلاؔ

تیٚلہٕ کرٕ گوڈٕ میٚہ ختم، یتھ کُنہٕ توٚہۍ رکھِ اندر جنگلی ہرٕنس وانجہٕ
تیٚژ سیٚتر راوان چھوٚہ

وِکرم

مگر کیاہ ژٕہ۔ میٚہ سیتی ییٚژ نفرت کیاہ ژٕہ؟ کیاہ بہٕ چھُس ناپوٗت تہٕ ژیٚہ
لائق؟ میٚہ چھہ کمہٕ حکوٗمژ پننہٕ مرٕتھ زوٗرٕ زینیمژٕ، کیاہ بہٕ
ہیٚکہ ناشیٚتھ ژیٚہ چھوٚن دِل منگہٕ نہ کُنہٕ اِلتجا کرٕتھہٕ۔

## اِلآ

مگر میون یہِ دِل چھُنہٕ میون رُودمُت۔ میہ چھُ یہ اُکس دِیوتمُت، یس وونی رٔنتہٕ واد میہ نِشہٕ جُدا سپدی مَتس گیہٕ۔ یُمی زَن میہ سیتی وَعادٕ چھُ کورمُت ییہِ وَاپس یتھ پٔنٕنس پرٲنس جنگلَس اندر سمکھنک۔ دوہ چھ گذران تہٕ بہٕ چھس پراران۔ جنگلک سوٚن سوٚ چھُ خوفناک سپدان۔ ہرگاہ سُہ وٲپس ییہِ وِزہ میہ لَبہِ نہٕ، ہرگاہ سُہ ہمیشہٕ کھاترٕ گژھ، جنگلہچہ ژھایہ روزن لولہٕ مُلاقاتس تا اَبد کرٚنبتان۔ مہراج، میہ مَتہٕ نِتہٕ، میہ نِراوِتہٕ تَسنٛدی کھاترٕ یمی میہ ییہِ سَمکھنک وَعادٕ چھُ کورمُت۔

## وِکرم

کوتاہ خوش قیمت اِنسان چھُ سُہ۔ مگر بہٕ چھُسے ژٕ بیہ بَرٕ وُکھ دنان زہ دِیوتاہن چھُنہٕ اِنسانٔن ہُند پایہٕ وآنی محبت کرٕن خوش پوان۔ بہٕ ونے اَکھ راز۔ وَقتا اوٚس یلہِ میہ سارِی سی دُنیاہس لَتھ دِژایہٕ تہٕ صِرف محبت کریاو۔ بہٕ سَپدُس یِنہٕ نِندرٕ منزٕ ہُشیار تہٕ دُنیا وُچھم نتی نی، موجود، صِرف اوٚس میون محبتی اوٚت جُدا بکی پاٹھی غائب سَپدمُت۔ تَس کیا چھُ ناو یس ژہ

دٕتہٕ چھک وُچھان ؟

اِلٰا

سُہ چھُ کشیرِ ہُند راجہ۔ کمار سین چھُس ناو۔

وِکرم

کیاہ ؟ کمار سین ؟

اِلٰا

تِہ زانہٕ ہنہٕ سُہ؟ تس زانن ساری۔ کشیرِ چھُ پننُ زُوجان تس فِدا کوٗرمُت۔

وِکرم

کمار سین ؟ کشیرِ ہُند راجہ ؟

اِلٰا

بے شک۔ سُہ آسہِ ضرور جیون دوست۔

وِکرم

مگر تُہۍ چھےٚ ناخبر تسٕنٛدِ قِسمتُک اختابہٕ لوٗس ؟ تسٕنٛز براتھ تراو، سُہ چھُ تسکارِکۍ باٹھۍ، یَس تسکاری پَتہٕ آسہِ، اکہِ جایہ بیس جایہ پان چھپاوان۔ یمَن بالن اندر چھُ اکھ بوچھِ

ہوٚت انسان تَسندِ کھوٚتہٕ زیادہ خوش۔

اِلا

میٚہ چھُنہٕ کینہہ تہٕ فِکرِ ترٛاوُن مہراج

وِکرم

توٚہۍ زنانہٕ چھِوٕ پنُن دِل ہیٚتھ یہان یتہٕ صِرف محبّت کران۔ توٚہہ چھوٕ نہٕ خبر دُنیاہچ پُرشور لہر کیتھہٕ پاٹھۍ چھےٚ دوران تہٕ اَسہِ مَردن پاٚنس سیتۍ یرِہ والان۔ توٚہۍ چھوٕ پنین غمگین ہرنہٕ چشمن اندر اوٚش ہیٚتھ کمزور دوہ میٚون لٔلہٕ کھوٚل کٔرِ کٔرِ پرٛاران۔ مگر چیٚون گژھہ ناو وِمید سپدُن تہٕ ہیٚچھُن۔

اِلا

مہراج، پوٚزِ دُنی توٚہم۔ میٚہ مَتہٕ دِیو دوکھہٕ۔ بہٕ چھس سیٚٹھا لوٚچ تہٕ کمزور، مگر چھس تَسنزِ آٔش۔ میٚون عاشق کتھہٕ بےٚ گھروٲرِس اندر چھُ آوارہ پھیران؟ بہٕ ییرن سہٕ تھٲرنہٕ، ہرگاہ بہٕ پانہٕ گھرہ نیٚبر زِنہہ تہٕ چھس نہٕ ڈراہٕژ۔ میٚہ ہاوِو توٚہۍ وَتھ۔

وِکرم

تَس چھِ دُشمن سندۍ سپاہ یتہٕ سُہ ہیٚکہِ نہٕ یِتھ

## اِلا

مگر ژٕہ چھکھ نا تَسُند دوست؟ ژٕہ بچاوہ ہَن نا سُہ؟ اکھ راجہ آسہِ خطرس اندر تہٕ توٚہۍ کرِوہ پانہٕ راجہ آسِتھ تہٕ برداش؟ توٚہہ چھُ نا پَنُن غارتھ تَس مدد کرُنچ تالیم دِوان؟ میہ چھ خبر زِ سورُے دُنیا اوس تَس زُو وندان، مگر یلہٕ تس مُصیبت آو تِم سارِی کوت نَسا گیہ؟ مہراج، توٚہہ چھُ سیٹھا طاقت۔ مگر تہند یہ طاقت کتھ لگہِ، ہرگاہ نہٕ توٚہۍ تِہندس مہراجس مدد کرِو؟ توٚہۍ چھوہ پَنُن پان یتھ رٹان۔ تمو دِ میہ وَتھ بہٕ کرَہ اکھ کمزور زنان آسِتھ تِہ تس پیٹھ زُو نثار۔

## وکرم

بے شک کرہ ژٕہ تَس محبّت، ژٕہ جانہٕ کرِس محبّت۔ پننِس دِلہٕ کِس تَس بانتان راجس کرہ بلا شک محبّت۔ میہ چھُ پننہٕ محبّتک سورُگ رُو ومت مگر چیانہٕ خوش رودِ ژٕہ نگ سَنز کرِتھ سپدِ بہٕ تہٕ خوش۔ بہٕ کرہ نہٕ چیون محبّت پامال۔ ہوٚ چھم لَنڈ ہیکہِ نہٕ وٕد زمیو پوشو پیٹھ شولِتھ۔ میہ پیٹھ کرِ ژٕہ۔ بہٕ چھس چیوٚن دٔس۔ بہٕ دانہٕ ناوَن سہ مزدور ژیہ نشہِ

اِلاٰ

بُڈہٕ مہراجہٕ، میٚانہٕ زِندگی تہٕ خوشی ہُند سوٗرگ چھُہ چیانی بخشش

وِکرم

گرٛزھ، ژہٕ رٲز مہرنہٕ پیہ شاک لاگِتھ تیار۔ بہٕ بدلاوہ پننہٕ موٗسیقی ہنٛز تال۔

(الاٰ نیٖران)

یہٕ لرٛاٰی ہیٚنزِن ودلہ بار بٔنی، مگر اَمن نہٕ چھُہ بےمزہ۔ بےگھر گمٕی تہٕ انسانہٕ ژہٕ چھک میٚانہٕ کھوٗتہٕ زیادہ خوش قسمت۔ ژہٕ یور دُنیاہس اندر گرٛزھک، آسمانچہٕ نگران اَچھ ہُنٛدی پاٹھی چھوٗی ژ بیہٕ اکِس زمانہٕ ہُند مُحبّت ہیتی سیتی۔ سہٕ محبّت یُس چیانی ہر فِقس اَندر چھُہ بدلاوان تہٕ چیاِنس مُصیبتس دوٗرہ لوٗس نِکہٕ اڈبرکی پاٹھی اکھ شان چھُہ بخشان۔

(دلیودت اژان)

دلیودت

میٚہ بچاٶ۔ تو یمن پتہٕ لارہ وَنیٚن نشہٕ۔

وِکرم

تم کم چھہٕ؟

### دیودت

مہراج تم چھہِ تُہندی پہرہ دار۔ تِموٚ ھوٗوُس بہٕ یِتھ اَڈِس گانٹھُس یُس ہٕ اُکِس اُنتھس تام معہ کلانٛی گو زبردس پہرس اندر۔ میہ چھُ تِمن سیٖتی علمچ تہٕ فنچ کتھ، تِمن آداسنا، گمُا ہٕ پیٚدگ بہٕ چھُس تِمن بے قلاوہ پچ گوٚشِش کران۔ پیتہٕ ہیٚنی میہ کالیٖداسنہ بہترِین شار بوٗزہ ناوٕنی۔ اَدہ تِموٚ سیٖتی کھُرِمن چترہ بہ شرنڈن نیٚندر۔ میٚہ سپزِ ہنز دٕی تہٕ یہندہ خیمہ مژہ بنہ ہِتھ ودلُس ژیہٕ نِشہ

### وکرم

یمَن پہرہ دارَن گژھِ اَدہ موکھ سَزا لگُن زہٕ یلہٕ اکھ قاٰدی یمَن کالیداس بوزہ ناوہ یم ہیٚن کھروک کڈنی

### دیودت

اُسی ہیٚکو تُہندِس سزاہس پیٚٹھ پتہٕ سوچِت۔ حالس پیٚزہ اَسہِ یہ تباہ کُن جنگ ختم کرُن تہٕ پننہ گھرہ داپس یِرُن۔ اکھ وقت اَدِس زہٕ بہٕ ادُسُس سوچان، مجبتچہِ حاداَیی منز معودی راژہ تہٕ اُمیری اوٗت۔ مگر پنہٕ بوٗر پنہٕ کیٚاہ تہٕ گرہ ڈاس میہٕ

زوٗن زِہ اَکھ مُزکہٕ بریٛہمن تہٕ ہیکہٕ نہٕ چھندریمتہٕ محبتک شکار گژھنہٕ نِشہٕ بچِتھ۔

وکرم

محبت تہٕ موت چھُنہٕ پَنُن شکار ژارنس دِزہٕ یتھیا طس ڈلی رلِتھ ن۔ یمن چھُنہٕ کانٛسہٕ کنُ پایر۔ بےٚ تنک گژھ واٛسی میانہٕ دوستہٕ، گھرے وٲلیس۔ مگر یتہٕ نیرنہٕ برونٛہہ چھےٚ میٛہ اَکھ کاٛم ضرور کرٕنۍ۔ ژہٕ کرتہٕ یچار کِس سردارس نِشہٕ کینہٕ پاٹھی کمارسینٛنہٕ چھپن جاےٚ مولوم۔ یِلہٕ سُہ لیبہ ہَن، تس وَن میانہٕ کینہٕ زِہ نہٕ چھُس نہٕ ووٛنی تَس دُشمن کینٛہہ تہٕ۔ بیہ ہرگاہ تس سیتی بیہ کانٛہہ اُدسُوی تہٕ سو سمکھی ژیٛیہٕ۔

دیوٗوت

بےٚ تنک، بےٚ تنک، میٛہ توٗگ بوٗزُن۔ سو چھےٚ ہمیشہٕ سانیٚن دِلن اندر، ہرگاہ زن اُسی ہیکو نہٕ تسند ناوہیتھ۔ سو چھےٚ عالی منش اَدہٕ کِنی چھےٚ تسند دُوکھ تہٕ سیٛٹھا۔

وکرم

میانہٕ سیتی باجہ ژہٕ دوٚنکھ بہار چھےٚ گوڈنچہٕ واوہٕ گرایہٕ ہُندی پاٹھی



ہنگہٕ تہٕ منگہٕ میٛہ برونٛہہ کُن۔ ووٛنی گِہ میٛہ بہٕ جنس پھُلے چُھ میٚن

خوشحال وُرِین ہنز پیٚیم یاد۔ (دیوٚوٕت ییٚران)

(چندرسین اژان)

میٚہ پھےٚ ژےٚ اکھ خوشخبر دِنۍ۔ میٚہ دِژ کمارسینس معافی۔

## چندرسین

ژےٚ آسِہ تس معافی دِژمۍ ہژ۔ مگر دوٚن زبلہِ کٔشیرِ ہنز نمائندگی بہٕ چھس کران، تس چھُ میانہٕ ذریعہِ پننِہ ملکُک فاصلہ بوزُن۔ تس چھُ میانہِ اَتھہٕ سزا کھیوٚن۔

## وکرم

خبر کیاہ ہیوٚ سزا؟

## چندرسین

تس چھُ تختہٕ نِشہِ محروم سپدُن۔

## وکرم

ناممکن۔ تسُند تخت کرہٕ بہٕ تس بیہِ واپس حوالہٕ

## چندرسین

خبر نوہِ کُس حق چھُوہ کٔشیرِ ۂندِس تختس پیٚٹھ؟

وِکرَم

یُس حق اَکِس فتح لَبن وٲلِس آسان چھُ۔ یہِ تخت چھُ وونٕہ میون تہٕ بہٕ دِمن یہِ تَس۔

چندرسین

ژہ دِیہ ہیٚنہٕ یہِ تَس؟ بہٕ زانَن نالو کیا رہ پیٚٹھ خود دار کُمارسین؟ ژیہ چھیہٕ خیال سُہ کرِہ مٲلی سُند یہِ تخت ژیہ نِشہٕ نذرانہٕ پاٹھۍ رٹُن قبول؟ چیون انتقام کرِہ سُہ بَرداش، مگر چیا ژٕ یژھہ فیاضی وٕتراوہ نہٕ۔ (قاصد اژان)

قاصد

مہراج، خبر دٲژ زِہ کُمارسین چھُ اَکِس نبدٕ گِہ اندر نو یہِ بروٚنہہ کُنہٕ ہیٚتھی یار تراوہ نہٕ پکان۔ (نیران)

چندرسین

میٚہ بیٚہی نہٕ۔ سُہ چھا زنجوٗرہ یژھنہ کھٲژرہ پانے لِوان۔ پژی پاٹھۍ چھا زندگی بیٚتر موٕ رِلچ؟

وِکرَم

مگر، سُہ کیا زِہ چھُ نبد پالکہِ اندر آمُت؟

## چندرسین

سُہ کیتھ پاٹھی ہاوِہ پنٕنُ بُتھ۔ بازرس اندر ہیے گوکن ہِنزِہ اَچھ کان زن گدٕی کرِتس۔ مہراج، ییٚتھُوی سُہ یِیہ تہٕ اَنگس دِزِ یوٚپھوک تہٕ اَنہٕ گٹس اندر کرِ زِیوس استقبال۔ سُہ تلِہ ناوِی زِیوِن تہٕ گاشس منز بیٚ ییٚزتی ہُند ھدمہ۔ (دیودت اژان)

## دیودت

بوزان چھُس کمار سین چھُ ژٕ ییٚہ سمکھِتھ کھاٹرِہ پننہٕ مرضی پانٕے یوان۔

## وکرم

یہٕ کرِہ تس شاہانہٕ پاٹھی سارِوی رُسوماتو سان استقبال، ژٕہ چھکھ پرزاری اُسِتھی۔ میانِس سیہ سالارس وَن زِ سُہ کرِہ ناوِہ سپاہیَن اَنہٕ کھاندرک جشن مناونٕچ تیاری

(دکھ برٛہمن اژان)

## ساری

مہراجس اُسِنٕ جے۔

## اکھ دُکھی برٛہمن

اُسہ بوزتو یہِ چھُوہ سانِس راجس تخت واپس دِنک پیغام سوز مُت،

تو ہہ یوہ شادی امہ ہیتی گشیرہ عطا کرٕوہ ۔ اَسی چھ تمہ کھاتہٕ
تو ہہ آشیرواد دِنہ آمتی ۔ (شنکراژان)

(دِگرہ مس آشیرواد دوان ۔ سُہ چھُ تمن نمان ۔ برٛہمن نیران)

شنکر (کمارسینس کُن)

یہ چھا پوٚز زِ کمار سین چھُ پنن پان پنِنس دشمنس حوالہ کرنہ یوٚر
یوان ؟

چندرسین

اوہ، یہ چھُ پوٚز ۔

شنکر

یہ چھُ سراسر بوہتان ۔ میانہ ٹاٹھہ راجہ، یُس چھُس جیوٚن پرون نوکر
میہٕ نٕچہ تمہ سنٛجی زہ بھگوانس چھ خبر ۔ تو تہ کوٚرم نہ اکھ شہ تہ ۔ مگر
یہ کتھ ہینکہ ژالتھ زہ یکھ کشیرہ ہنزہ ساریٛ وتہ ژھنڈان
ژھنڈان پانے فائدہ کس ٹھیس اندر اژنہ کھاتہٕ ؟ جیوٚن یہ
نوکرہ کو نہ موٚ یاد یہ منحوس دوہ وُچھنہ برٛو نٛہ ٹھی ؟

(اکھ سپاہ اژان)

سپاہ

مہراج، بگی چھ دروازس پیٛٹھ

وکرم

کاشہِ تہِ ساز چھنا کائنہِ اَتھس منز۔ سو رنے، ڈول ؟ شادہِ ہُند کاشہِ ساز وائیو۔ (دروازس نزدیک واتان)

میانہِ شاہی دوستہ بہٕ چھسے دِلہِ جانہِ ژیٖنہٕ استقبال کران۔

(سُمترا چھ ئژ نراوِتھ اکھ تھال اَتھس کِینتھ ہیتھ اژان)

وکرم

سُمترا، میانی رانی !

سُمترا

مہراج، وکرم، راتھ کیتھ دوہہ رودی وہ توہی جنگلن تہٕ ونن اندر تس ژھانڈ وِ دوان۔ یَنہٕ لوکھ تہٕ بیزت مُشرِ راوِتھ رودی دہ ژھوپاری تاخ تاراج کران۔ از چھُ سہٕ میہٕ اَتھ توہہِ نشہِ یتنُ کِلہ سوزان۔ سہٕ کلہ، یتھ بیٹھ تُنہٕ تاجِ کھو تہٕ تسند موت زیادہِ نشہِ بون چھُ لگان۔

وکرم

میانی رانی !

سمترا

دوٚنی ہٕنہٕ چیاٚنی رأنی کیٚنہہ تہٕ۔ رحمدِل موٚتن چھُ میٚہ نادِ دیوٚمت۔

(پیٹھ پیٹوان تہٕ مران)

شنکر

میٚانہٕ راجہ، میٚانہٕ آغہٕ، میٚانہٕ ٹاٹھہٕ گوٚبرہٕ۔ ژٕ میٚہ کوٚرتھ بہٕ بڈِہہ رٕژن۔ ژٕہ ہیُوٚ ٹھک پیٚنس ابدل آباد تخٕتس پیٹھ۔ بھگوانن دِژ میٚہ بہٕ فتح دِچھنہٕ کھاٚترہ یتیس کالس تام زِندہ روزِنچ موہلتھ۔ دوٚنی چھہٕ میٚانی دوہ تہٕ ژھوٚمتی تہٕ بہٕ تہٕ یِمے ژٕ میٚہ پتے۔

(اِلا چھُ مہرہٕ پوٚشاک لاگِتھ اژان)

اِلا

مہراج، میٚہ چھُ وٕنہٕ وٕدن کنٕن گرٕ ھان۔ میوٚن عاشق کتہٕ چھُ؟ بہٕ چھس تیار۔

اٚنٛد